


# اردو شاعری

جلد : اکھ

(اُردو کلاسیکل شاعریِ ہند اکھ انتخاب)

ترتیب و تزئین

خلیل مامون، شفیع شوق

آل انڈیا اُردو منچ

2006ء

# اردو شاعری

جلد :اکھ

(اُردو کلاسیکل شاعری ہُند اکھ انتخاب)

ترتیب و تزئین

خلیل مامون، شفیع شوق

آل انڈیا اُردو منچ

2006ء

سلسلۂ انتخابات



قیمت : 150.00 روپے

کمپوزِنگ : ارجمند

طباعت : ہلال پرنٹنگ پریس، یونیورسٹی روڈ، سرینگر

# عرضِ ناشر

**آل انڈیا اردو منچ** نے کشمیر یونیورسٹی کے اشتراک سے نومبر 2004ء میں ایک چار روزہ ورکشاپ کا اہتمام کیا جسمیں کشمیر کے نامور ادبأ اور شعرأ کے علاوہ یونیورسٹی کے طلبأ، طالبات اور ریسرچ سکالروں نے بڑی تعداد میں شرکت کی۔ اس ورکشاپ کا مقصد کشمیری زبان کے چند نمائندہ کلاسیکل شعرأ کی منتخبہ تخلیقات کا ترجمہ اردو میں اور اردو کے چند کلاسیکل شعرأ کی منتخبہ تخلیقات کا ترجمہ کشمیری زبان میں کرنا تھا۔ شاعری کا ترجمہ کرنا نہایت ہی دشوار کام ہے اور پھر اتنے کم وقت میں ترجمہ کرنا اور دشوار ہے۔ لیکن کشمیر کے ترجمہ کاروں نے یہ چیلینج قبول کیا اور یہ دشوار کام سرانجام دیا۔ اس ورکشاپ میں جن اصحاب نے بحیثیتِ ترجمہ کار حصہ لیا انکے نام ہیں: پروفیسر رحمٰن راہی، جناب محمد یوسف ٹینگ، جناب فاروق نازکی، پروفیسر مرغوب بانہالی، پروفیسر غلام رسول ملک، جناب غلام نبی گوہر، جناب غلام نبی ناظر، پروفیسر مشعل سُلطانپوری، پروفیسر گلشن مجید، پروفیسر مجید مضمر، پروفیسر نسیم شفائی، محترمہ رُخسانہ جبین، ڈاکٹر مجروح رشید، ڈاکٹر رتن لال تلاشی، ڈاکٹر بشر بشیر، ڈاکٹر تسکینہ فاضل، ڈاکٹر محفوظہ جان، ڈاکٹر حسرت حسین، شبیر احمد شبیر، اور پروفیسر شفیع شوق۔ اس ورکشاپ سے حاصل شدہ مواد کی ترتیب و تزئین بعد میں پروفیسر شفیع شوق نے سرانجام دی اور اسطرح کشمیری اور اردو شاعری کے تراجم

پر مشتمل دو کتابیں سامنے آئیں۔

**آل انڈیا اردو منچ** کی گونا گون سرگرمیوں میں ملک کی مختلف زبانوں میں دستیاب شاہکار تخلیقات کے ترجمے کی غرض سے ورکشاپوں کے ایک لمبے سلسلے کا انعقاد بھی شامل ہے۔ ترجمہ کاری کے اس عمل کا بنیادی اصول یہ ہے کہ دنیا کا تخلیقی ادب ایک ہے جو مختلف زبانوں میں دستیاب ہے۔ ترجمے کے وسیلے سے نہ صرف ہر زبان کا ادب وسعت پائے گا بلکہ ان زبانوں کے بولنے والے ایک دوسرے کو بہتر سے بہتر طور اور زیادہ سے زیادہ سمجھ سکیں گے اور اسکے نتیجے میں زبانوں اور قوموں کی افراط و تفریط کے پسِ پردہ انسانیت کی مشترکہ قدروں کی آبیاری ہو پائیگی۔

**آل انڈیا اردو منچ** ان تمام ترجمہ کاروں کا بے حد ممنون ہے جنہوں نے ورکشاپ میں پورے جوش و خروش کے ساتھ ترجمہ کاری کی اپنی اپنی مہارت کا بھرپور مظاہرہ کیا۔

آل انڈیا اردو منچ کشمیر یونیورسٹی کے وائس چانسلر پروفیسر عبدالواحد صاحب کا نہایت ہی ممنون ہے جنہوں نے ہمارے اس ورکشاپ کی کامیابی کیلئے اپنی ذاتی دلچسپی دکھائی۔ امید ہے کہ **آل انڈیا اردو منچ** اور کشمیر یونیورسٹی کا اشتراک قائم رہیگا اور ہم عنقریب ہی اسطرح کے اور پروگرام کا انعقاد کر پائینگے۔

خلیل مامون

# ترتیب

## شیخ ظہورالدین حاتم (1699ء-1782ء)



## مرزا محمد رفیع سودا (1713ء-1781ء)

خواجہ میر درد (1720ء-1784ء)

## مؠر تقی مؠر (1722ء-1810ء)

# اردو شاعری (ابتدائی دور)

فارسی تہٕ ہندی لفظن ہنٛز مِلمِش ہیٚتھ تہٕ نستعلیق رسمِ خطس منٛز تحریر چ روایت ہیٚتھ ووتلیٖہ اُردوٗ زبان اکہِ منفرد ہند آریایی ادبی زبانہِ ہندِ اعتبارٕ ترٛواہمہِ – ژوداہمہِ صدیہِ پتہٕ۔ امہِ کس ابتداہس متعلق چھےٚ مختلف رایہِ دِنہٕ یوان۔ کینٛہہ چھِ امیک آگر امیر خُسرو (1253ء–1325ء) نِس عارفانہٕ کلامس منٛز وُچھان، کینٛہہ چھِ اَتھ محمود غزنوی سٕندیٚن یلغارن سٟتی جوران تہٕ یتہٕ چھےٚ اکھ رائے زِ اُردو آیہِ بارسس ییٚلہِ محمد بن قاسم سُند لشکر سِندھس منٛز داخل سپُد۔ کُلس پیٚٹھ ییٚلہِ سام ہیٚمو، اَسی چھِ وُچھان زِ اکہِ پاسہٕ چھُ شُمٲلی ہندوستانس منٛز امیک ابتدا اکہِ خاص ترایہِ سپُد مُت تہٕ بیٚیہِ پاسہٕ جنوبی ہندوستانس منٛز بیٚیہِ ترایہِ۔ مگر یِمن دوشوٕنی تراین ہُند مشترکہٕ ادبی اظہار چھُ ریختہ (رلہٕ مِلہٕ)۔ تہِ زَن گےٚ یتھ شاعری یَتھ منٛز مقامی زبانن ہندیٚ لفظ فارسی (مسلمان حُکمرانن ہنٛز سرکٲری زبان) لفظن سٟتی رٕلتھ ورتاونہٕ آسن آمتی۔

شُمٲلی برصغیرس منٛز چھُ بھکتی تحریکہِ تہٕ اسلامی تصوف کہِ امتزاجہِ سٟتی اکھ نوٚو ادبی اظہار شُراہمہِ صدی منٛز بارسس آمُت؛ کبیر (؟–1518ء) چھُ امہِ اظہارُک سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ نمایندٕ۔ گرونانک نِس گُروگرنتھ صاحبس

منزٕ تہٕ چھِ تقریباً ڈوڈ ساس لفظ تِم یِم اُردوہس منز مُروَج چھِ۔ اَتھ ریختہ شاعرؠ منز چھُ عارفانہٕ تفکر تہٕ لہجہٕ چھُس مردانہٕ تہٕ ناصحانہٕ۔

شُمالی ہندوستٲنی ریختہ ہس مقابلہٕ چھُ جنوبی ہندوستٲنی ریختہ ہس منز لہجہ نسوٲنی تہٕ نغمٲتی تہٕ خودسپردگیہ ہُند۔ اَتھ منز چھنہٕ شاعرٕ سنٛز انفرادی لہجس کانہہ خاص اہمیت تہٕ باسان چھُ یہِ چھُ مقامی لُکہٕ شاعریہ ہندِس آہنگس نکھہٕ روزان۔ قلی قطب شاہ (1565ء-1611ء) سٕندی غزل چھِ امہِ ترایہِ ہنزِ شاعریہ ہنز اوّلین صورت:

پیا باج پیالہ پیا جائے نا
پیا بن یک تِل جیا جائے نا
کہی تھے پیا بن صبوری کروں
کھیا جائے اماں کیا جائے نا

(قلی قطب شاہ)

دکنی اردو شاعریہ گَر گولکنڈا تہٕ بیجاپورس منز دربٲری سرپرستیہ منز سیٹھاہ ترقی تِکیازِ یِمن دون ریاستن ہندی بادشاہ ٲسی پانہٕ تہٕ فارسی ادبکی عالم۔ یِمَو دوَے گولکنڈا تہٕ بیجاپور کیو شاعرو غزلس منز لُکہٕ لَے برقرار تھاو، مگر مثنوی تہٕ قصیدس منز اون تِمو فارسی صنفن ہُند موضوعی وسعت، تفکّر تہٕ عروضی گوبیر۔ کمال خان رُستمی تہٕ نُصرتی چھِ امہِ اسلوبکی قابلِ ذکر شاعر۔ خاور

نامہ (رُستمی) چھےٚ فارسی شاعر اِبنِ حسام (1470ء) نہٕ مثنوی ہُند ترجمہٕ تہٕ یہٕ چھےٚ دکنی اردوہس منز سارِوٕے کھوتہٕ زٕٹھ مثنوی۔ نُصرتی سٕنز چھےٚ ترٚے مثنویہٕ مشہور یعنی گُلشنِ عشق، تاریخِ سکندری تہٕ علی نامہ۔ دکنی اردُک مُمتاز شاعر چھُ قلی قطب شاہ یُس گولکنڈا اکھ طاقتور باشاہ اوس تیمی اکترٕ ہن وری ین حکومت کر۔ تٔمی سٕنزِ شاعری منز چھُ ایرٲنی موضوعہو بجایہٕ مقامی ریژن تہٕ رواجن تہٕ قصن ہُند رنگ۔ وجہیٖ چھُ دکنی اُردُک بیاکھ اہم شاعر تیمی زٕ مثنویہٕ قطب و مُشتری (1609ء) تہٕ سَب رس (1635ء) مشہور چھےٚ۔ گوڈنچ مثنوی چھےٚ سُلطان محمد شاہ تہٕ باگھمتی ہندِ عشقچ دلیل۔ ییلہِ زَن سب رس مثنوی ہندی مرکزی کردار چھِ حُسن، دِل، عشق تہٕ عقل۔ دلیلہِ ہُند پس منظر چھُ انسانہٕ سٕنز تَن یَتھ پیٹھ دِل حکمرٲنی کران چھُ۔ اٰخرس پیٹھ چھُ عقلہِ تہٕ عشقس درمیان اتفاق سپدان۔

غوّاصی چھُ دون منظوم داستانن ہندِ باپت مشہور، یعنی قصہ سیف الملوک بدیع الجمال تہٕ طوطہ نامہ۔ گوڈنچ مثنویہٕ ہنز دلیل چھےٚ الف لیلےٰ منزٕ نہٕ آمٕژ تہٕ دوٚیم چھےٚ فارسی پیٹھ ترجمہٕ کرنہٕ آمٕژ۔

دکھنی اردوہس لیکھنہٕ آمژن مثنوین منز چھےٚ بییہٕ زٕ مثنوِیہٕ مشہور: ابنِ نشاطی سٕنز پھول بال تہٕ تانی سٕنز قصہ بہرام و گُل اندام۔

سدا ہمہِ صدی منز کوٚر مُغلو بیجاپور فتح تہٕ امہِ پتہٕ بٔجیو و گولکنڈا تہٕ مغل

سلطنتک حصہٕ۔ شُمالی ہندوستانہٕ پیٹھٕ ہیتٕن بڈٕس تعدادس منز اُردو بولن والی دکنس منز بسنٕی۔ نتیجہٕ دراو زِ دکھنی اردوٕچ اکھ نٕو صورت آیہٕ بارس۔ یتھ اورنگ آبادی تہٕ ونان چھِ۔ اورنگ آبادی اوس بہر صورت اُردو صرف، اوس اَتھ منز پھوٗرک ہناہ پھیرٕ تہٕ بییہٕ اَسی اَتھ منز مقامی لفظ تہٕ محاورٕ تہٕ ورتاوس منز۔

اَونگ آبادی اردوہک اکھ نمایندٕ شاعر اوس ولؔی دکنی یس متعلق یتہٕ وننہٕ یوان چھُ زِ سہٕ اوس بذاتی گجراتک شاعر۔ مگر تٔمی چھُ پٔتمین کینژون شعرن منز پٔنن پان دکنک شاعر گنزرووُمت۔

ولؔی ایران وتوران میں ہے مشہور

اگرچہ شاعرِ ملکِ دکن ہے

ولؔی اوس گوڈنیک شاعر یمی غزل دکھنی اُردوٕچ سارٕوے کھوتہٕ مقبول صنف بناو۔ تس برونہہ اَس مثنوی ہنز صنف شاعریہٕ ہنز سارٕوے کھوتہٕ اعلیٰ صنف مانہٕ یوان۔ تٔمی سندٕین غزلن ہُند غالِب موضوع چھُ محبت تہٕ تٔمی سُند معشوق چھُ ظالم، بے وفا، تہٕ ژھلباز۔ تٔمی سنٕز شاعریہٕ منز چھُ زِندگیہٕ ہندٕین سارنٕی مسلن نِسبت شوخ تہٕ جبلی رویہٕ۔ سہٕ چھُ عام مشاہدٕ کٔین چیزن منز رنگن تہٕ صورژن ہندٕین جلون یتھ فریفتہٕ تہٕ حُسنہٕ کِس رنگ بستہٕ وجودس پیٹھ تحیّر بجایہٕ وولسنس اہمیت دوان۔ ہتی اعتبارٕ اوٗن تٔمی اُردو غزل فارسی غزلس قریب۔

سجن کے باج عالم میں دگر نئیں
ہمن میں ہے مگر ہم کو خبر نئیں
عجب ہمت ہے اسکی جسکو جگ میں
بغیر از یار دوجے پر نظر نئیں
ہوا نئیں جب تلک خالی اپس سوں
گرفتاراں میں ہرگز معتبر نئیں
اپس کے مُدعا کے آشیاں کو
نہ پہنچے جب تلک ہمت کے پر نئیں
نہ پوچھو درد کی بے درد سوں بات
کہے کیا بے خبر جس کوں خبر نئیں
ولؔی اس کی حقیقت کیوں کے بوجھوں
کہ جس کا بوجھنا حدّ نظر نئیں

دکھنی اردو شأعریہِ ہُند بیا کھ اہم ناو چھُ سعید سِراج الدین سِراؔج (1763-1715) تیٚمی ہٕنزِ شأعریہِ منز انبساطٕ بجایہِ افسردگی غالب چھےٚ۔ سُہ چھُ حُسنہٕ کِس زوال پزیر آسنس پیٹھ تہٕ زِندگیہِ ہٕنزِ بے ثباتی پیٹھ پھِری پھِری نالان۔

سفرِ ملکِ عشق میں جز آہ
کوئی نئیں ہے رفیقِ غم میرا
دھوپ میں غم کی تازگی ہے اُسے
دِل نہیں ہے گُلِ دوپہری ہے
بر میں اس کے ہے عجب رنگِ قبائے گُلگوں
شاخ نو رستہ کو ہے گُل ستی گُل پیرہنی

اردٲہمہِ صدی ہندِ آغازٕ پیٚتے چھُ اردو ادبُک مرکز دکنہٕ پیٹھ دِلہِ منتقل سپدان۔ یُہ دوَے دِلہِ ہُند سیأسی فضا علمہٕ ادبہٕ خأطرٕ راس اوس نہٕ تہٕ اورنگ زیب نہِ مرنہٕ پیٚتے اوس تٔمی ہِندیٚن وأرِثن پانہٕ وٕنی ژوٕژُن وٕتھمبُت۔ صرف اوس لمہِ دورُک مُغل حُکمران محمد شاہ یٚمی آرامہٕ تہٕ عیشہِ سان 1748ء تام حکومت کٔر۔ 1700ء یس منز آو ؤلی دکھنی دِلہِ تہٕ پانس ستی اوٚنُن پنُن دیوان تہِ۔ تٔمی سُندیٚن پیٚو اردو شأعریہِ کیٚتھ سیٚٹھاہ پھریوٚژ تہٕ دِلہِ ہندی شأعر گٔیہ تٔمی سُند کلام پٔرِتھ زبردست متأثر۔ یہِ اوس اردو زبانہِ تہٕ ادبہٕ باپت اکھ انقلأبی واقعہ۔ اردو کس ہمایتس منز یُس جذبہٕ فارسی لیس مخالف ڈ دِتھ اوس سہٕ دراوا کہِ تحریکہِ ہندِس صورتس منز نوّن۔ لمہِ تحریکہِ ہُند روحِ رواں اوس سراج الدین علی خان آرزوٗ یُس پانہٕ فارسی ہیٚک زبردست عالم اُسِتھ تہٕ اردو زبانہِ ہُند طرفدار اوس۔ تٔمی گٔر پنہٕ زمانہٕ کیٚن وارِیاہن اردو

شاعرن رہبری۔ مگر تمۍ سُند سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ دیُت چھُ اردو زبانہِ یہٕ زِ تمۍ بنٛز وکوششو ستۍ آیہِ اردو زبانِہ منز علمہٕ تہٕ ادبہٕ باپت اکھ معیاری لسانی صورت بارسس، یعنی اردو معلیٰ۔ اَتھ منز آیہِ اردو بولنہٕ باپت تہٕ لیکھنہٕ باپت فارسی زبانِہ ہندۍ معیار مقرر کرنہٕ تہٕ علاقایی تہٕ طبقاتی بولہِ پھیرُک افراط وتفریط آو دور کرنہٕ۔ دراصل اوس اردو معلیٰ دِلہِ ہندِس تعلیم یافت طبقس منز گوڈے مروج تہٕ یہٕ بولی اُس شایستگی تہٕ نفاستچ علامت زاننہٕ یوان۔

فارسی زبانہِ ہُندتہٕ لمہِ کہِ ادبک اثر قبول گرتھ آیہِ اُردو شاعریہِ منز کینٛہہِ روِشہِ تہٕ یِمہٕ لمہِ دورٕ کیٛن شاعرن ہندِ ذٕسۍ روایت بنیہِ۔ یِمن روِشن منز چھےٚ اہم شعری صنعت ایہام یا توریہ۔ ایہام گو شعرس منز زٕ مبہم لفظ یا اصطلاح تیتھٕ پاٹھۍ لرِلوٚ رورتاوِتھ شعرس منز دون معنین ہنز گنجاٗیش پاٗدٕ کرٕنی زِ اکھ آسہِ ٹاکارٕ معنے تہٕ بیاکھ دورازکار۔ شاعرس چھُ پٔنن پرن وول/ بوزن وول وٹھ کھیاوناوٕن مدعا آسان، شعر یتھ آسہِ تیٚتھ۔ یوٚ دوَے ایہام مستقل پاٗٹھی اردو شاعریہِ ہنز اکھ صنعت بنیوٚ و، مگر لمہِ دورٕ کیٛن کینٛون شاعرن ہندِس کلامس منز چھُ ایہامے یوت قابل توجہ۔

لمہِ دورٕ کیٛن دلہِ ہندٛین اردو شاعرن منز چھِہ نجم الدین آبؔرو، شریف الدین مضموؔم، محمد شاکر ناجؔی، مصطفیٰ خان یکرنگؔ، اشرف علی فغاؔن، تہٕ شیخ ظہورالدین حاتؔم مشہور۔ یِمن شاعرن منز چھ حاتم بلاشک سارِوے کھوتہٕ

اہم شاعر۔ حاتمؔ زاو 1699ء یس منز تہٕ فوت سپد 1792ء یس منز تہٕ زَن گوٚتمو چھاوتقریباً ساریے اردٕ اہم صدی تہٕ ہوٚ کنہٕ چھہِ تمکہِ سنز شاعری منز لمبہِ پوٚز صدیہٕ ہندی بدلوُنی ادبی رُجحان نظرِ گوھان۔ حاتمن تہِ روٗدتھ نہجہِ خلاف برونٹھ برونٹھ ییمہِ مطابق فارسی پیٹھ آمتین لفظن بولہِ پھورِ پھیرِ مطابق املا بدلاونہٕ اوس یوان تہٕ نتیجہ دراو زِ اردو زبان ہیٚچ علمی تہٕ ادبی زبان بنتھ۔

حاتمن ہٕنزِ شاعری منز چھُ یادَن ہُند مچھر تہٕ خیال پرور افسردگی۔ کلامچ روانی تہٕ صوتی موسیقی چھےٚ حاتمَن سٕنس کلامس اردو شاعری منز لازوال جاے دِوان۔ حاتمؔ چھُ اکھ طرفہٕ ولیؔ دکھنی تہٕ سراجؔ ہٕنٛزن شعری روایژن ہُند رٲچھدر تہٕ بیٚیہِ پاسہٕ سوداؔ، میرؔ تہٕ دردؔ ہٕنٛزن شعری نٔجن ہُند بانی کار۔

سوداؔ، میرؔ تہٕ دردؔ چھہِ بلا شک اردٕ اہمہِ صدی ہندی دِلہِ ہندین شاعرن منز سارِوے کھوتہٕ ممتاز شاعر یمن اندی پکھی واریاہ غزل گو، مثنوی نگار تہٕ قصیدِ گوٲسی۔ سوداؔ سُند اصل ناو اوس مرزا محمد رفیع یُس 1730ء یس پتھ برونہہ اکھ زٕ وٚری زاو۔ تس میچ جوٲنی منزے شہرت تہٕ بیٚیہِ روٗزس حکمران طبقس ہٕتی قربت۔ دلہِ ہندِ سیاسی بحرانہٕ نِشہِ تنگ یتھ گوسٕہ دِل ترٲوِتھ فرخ آباد بسنہٕ تہٕ تتہِ پیٹھ گوسٕہ لکھنویہِ تہٕ تس نواب شجاع الدین دولہ ہندس دربارس منز خاص مقام میول۔ لکھنوٗس منز شہرت تہٕ عزت میلنہٕ باوجود روٗد سوداؔ سٲری ہے وٲنسہ دِلہِ ہندی دوہ یاد کران۔

سوداہَس چھُ اردواد بہٕ کِس توٲریخس منز سیٹھاہ بلند مقام تِکیازِ اکھ گژھ اردو اکھ علمی زبان بناونس منز سیٹھاہ کٲم تہٕ بیٚیہ پھٕٹراٲوٕ تٔمی ایہامچ روایت۔ مگر تہٕ گژِتھ تہٕ چھےٚ تٔمی سِندیٚن شعرن منز دوراز کار تشبیہ بسیار۔ تٔمی لیچھ غزل، قصیدٕ، تہٕ واسوخت فارسی اُستادن ہندِس اُسلوبس منز۔ دورِ انحطاط کیٚن فارسی شاعرن ہُند تقلید کرنہٕ کِنۍ چھےٚ تٔمی سِندِس کلامس منز تہٕ بے جا ہُنر نظرِ گوھان مگر جوش، انبساط تہٕ ولولہٕ، طنز تہٕ مزاح کہِ ورتاوٕ ستی چھُنہٕ ہُنر نمائی ہُند تسُند شوق زیادٕ ٹاکارٕ باسان۔

سوداوس بسیار گو شاعر تہٕ ہتہٕ واد غزلو علاوٕ چھِ تٔمی واریاہ قصیدٕ لیچھ مُتی یمن منز قصیدہ شہرآشوب تہٕ مخمس شہر آشوب اردو چہِ شاہکار تخلیقہٕ مانٕنہٕ یوان چھےٚ۔ دِلہِ ہنزِ تباہ حالی پیٹھ تٔمی سُند مخمس چھُ لاجواب۔

میر تقی میر (1722ء–1810ء) چھُ اردو شاعریہِ ہندیٚن تریٚن سارِوٕے کھوتہٕ عظیم شاعرن منز گنز راونہٕ یوان۔ سُہ زاو اکبر آبادس منز مگر جوانی منز قدم تراوِتھے گو دِلہِ بسنہِ بیٚیتہٕ تس وظیفہٕ میوٚل۔ یمےٚ دٔہن یعنی 1739ء لیس منز سپُد دِلہِ پیٹھ نادر شاہ سُند حملہٕ تہٕ تس پیوٚ واپس اکبر آباد گژھُن بیٚیتہِ سُہ پننِس اکِس قریبی رشتہ دار خانِ آرزو سِندِ گرِ روٗد۔ سُہ روٗد تس پرناوان لیکھناوان مگر باقی ساری رشتہٕ دار بنیہِ تس دُشمن۔ سُہ چھُ پننہِ خودسوانح عمری ''ذکرِ میر'' منز لیکھان زِ تس پیٚیہ واریاہ مصیبت، سُہ روٗد

غربت، لاچاری تہٕ نا امیدی منز دوہ دوہ کڈان۔

میٖرن لیوٗ کھ گوڈٕ گوڈٕ فارسی لیس منز تہٕ پتہٕ لیوٗکھُن اردوہس منز۔ تٔمی سٕنز شُہرت وٲژ لکھنوٗ تہٕ تِس ووت نواب آصف الدولہ سُند دعوت۔ سہ ٚگو لکھنوٗ تہٕ بنیوٚ نواب سُند دربٲری شاعر تہٕ قریبی دوست۔ سٲری عیش آرام میسر ٲسِتھ تہِ روٗد نہٕ سہ لکھنوٗس منز خوش تِکیازِ دِلہِ ہُند مارٕ موٚت روٗد تس بیقرار کران تہٕ دِلہِ ہنز تباہ حالی پیٹھ اوس دِل آزُرد۔

دلی کے نہ تھے کوچے اوراقِ مصوّر تھے
جو شکل نظر آئی تصویر نظر آئی
دلّی میں آج بھیک بھی ملتی نہیں انہیں
تھا کل تلک دماغ جنہیں تاج وتخت کا

تِس آو مزٕ تہٕ آو سماج دُشمن، روایت شکن تہٕ مغرور زانُنہٕ۔ تٔمی سٕنزِ تُند مزٲجی تہٕ تلخ کلٲمی ہُند اظہار چھُ تٔمی سٕنزِ اَکِس نظمہِ ”اجگر نامہ“ ہس منز میلان یَتھ منز تٔمی پنُن پان اجگر زونمت چھُ تہٕ باقی یار دوست تہٕ ہمعصر چھِن سرپھ تہٕ کرِنوٚ بھی دار زوٗی زٲنی ہتی۔ ووں گو تس اوس پننہِ بدمزٲجی ہُند پانس تہِ احساس:

اتنی بھی بدمزاجی ہر لحظہ میٖر تم کو
الجھاؤ ہے زمیں سے جھگڑا ہے آسماں سے

میرنہٕ شاعریہ ہُند قوت چھُ اُتھی منز ٕسہٕ اوس خودآ گاہ شاعرتہٕ پننہٕ عصری زندگیہٕ ہُند ترجمان۔مگرتمی ٗر حقیقت پسندی ہنز باوتھ جذبن تہٕ احساسن ہنزِ زیوٚ۔

شام سے کچھ بجھا سا رہتا ہے
دِل ہوا ہے چراغ مفلس کا
دیکھ تو دِل کہ جاں سے اُٹھتا ہے
یہ دھواں سا کہاں سے اُٹھتا ہے
بوئے گُل یا نوائے بلُبل تھی
عمر افسوس کیا شتاب گئی
لے سانس بھی آہستہ کہ نازک ہے بہت کام
آفاق کی اس کار گہہِ شیشہ گری کا
مجھ کو شاعر نہ کہو میرؔ کہ صاحب میں نے
درد و غم کتنے کئے جمع تو دیوان کیا
آگ تھے ابتدائے عشق میں ہم
اب ہوئے خاک انتہا ہے یہ

یوٚ دوٚے میرؔ سنز عظمت تٕمی سندین غزلن پیٹھ قایم چھےٚ مگرتٕمی چھُ تمہِ زمانہٕ چیٚن سارنے صنفن منز لیوٚکھمُت ۔تٕمی سنز کینہہ مشہور نظمہٕ چھےٚ: ہجوِ خانۂ

خود تہٕ نرسنگھ نامہ۔ تٕمی ہنزن مثنوین ہندی کینہہ موضوع چھِ اغلام ہوٕین
باغیانہٕ موضوعن پیٹھ تہٕ یِمن منز چھُنہٕ کانہہ فنی کمال۔
اِرسرٕ تہٕ تچھِ بچھِ کراں گذارٕتٕمی زِیٹھ وأنس لکھنوس منز پیٹہٕ سہٕ
20 ستمبر 1810ء یس منز فوت سپُد۔

داغِ فراق و حسرتِ وصل آرزوئے شوق
میں ساتھ زیرِ خاک بھی ہنگامہ لے گیا

میٖرنٕین قریبی ہمعصرن منز چھُ خواجہ میر درد بلند مرتبہٕ شأعر یُس 1719ء
یس منز دِلہِ منز زاو۔ سہٕ اوس ماجہِ ہندِ طرفہٕ تہٕ تہٕ مألی ہندِ طرفہٕ صوفی
خاندانس ستی تعلق تھاوان۔ تٕمی سُند مول خواجہ ناصر عندلیبؔ اوس پانہٕ تہٕ اکھ
پُرگوشأعر۔ سہٕ اوس خانِ آرزوؔ سُند شاگرد تہٕ مألس نِشہٕ رٕٹن اسلامی تصوفُچ
تعلیم۔ سہٕ اوس موسیقی تہِ زانان تہٕ ٹھُمری، خیال تہٕ دھرپدس پیٹھ اوسس
عبور۔ گرٕاوسس پہاڑ گنجہِ پیٹھٕین از برف خانہٕ چھ۔

آرزو اوس نہٕ پُرگو تہٕ تٕمی ہندٕین غزلن ہندی موضوع چھِ عام صوفیانہٕ
شأعریہِ ہندی پأٹھی فنا، بقا، زندگیہِ ہُند مقصد، عقلہِ ہنز نارسائی، روحانی
سکون، زندگیہِ ہنز بے ثباتی۔ یِہٕ دوٕے شأعری تٕسند شُغل اوس، مگر اردو
شأعریہِ چھُ تٕسند بوٚڈ دیُت یہِ زِ تٕمی کٔر دِلہِ منز مشاعرن ہنز روایت قایم۔
یِمن مشاعرن منز أسی دِلہِ ہندی ساری اہم شاعر حصہٕ وان تہٕ أتی أسی

شاعریہ ہندس فنس پیٹھ بحث کران۔

دردس سندی ہمعصر قیام الدین قآیم تہٕ میر اثرؔ چھہٕ اردو شاعریہ ہندِ تو اریخس منزٕ اہم مقام تھاوان۔ قآیم اوس غزل گو ییلہِ زن میر اثرؔ پننہِ ''مثنوی خواب و خیال'' کنی مشہور چھُ۔ مثنوی خواب خیال یُس دوٚے دو مصری ہم قافیہ شعرن منز چھےٚ، مگر اَتھ منز چھنہٕ کُنہِ قسمُک واقعہ بلکہ چھے غزلکی پأٹھی خیال بندی۔

میر غلام حسن چھُ امہِ دورُک سارِوٕے کھوتہٕ اہم مثنوی نگار تہٕ کینٛہہ نقادن ہنزِ نظرِ منز بہترین اردو مثنوی یعنی ''سحر البیان'' ہُند خالق۔

میر حسن زاو 1727 ءمنز دِلہِ منز۔ سہٕ گو پننس اُستادس سٍتی لکھنو یتہٕ سہٕ 1786ءلیس منز رحمت حق سپد۔ سحر البیان مثنوی ہنز بنیاد چھےٚ قدیم لُکہٕ کتھِ پیٹھ یتھ منز سدگلدیپ ناوکہِ شہرٕکس رازس بٕجرس منز نٕچو نیٛوان تس چھُ۔ تس پتھ چھےٚ اکھ پری عاشق سپدان۔ سو چھےٚ تس اکھ گُر تحفہٕ دِوان۔ شہزادس چھُ بدرِ منیر ناوچہِ شہزادِ سٍتی عشق سپدان، مگر اکھ جن چھُ تس دوکھہٕ دِوان تہٕ تراوان چھس اکِس چھَس منز۔ تس چھےٚ وزیرٕ سنٛز کوٗر نجم النسا بچاوان۔ اۭخر چھُ شہزادس تہٕ شہزادِ کھاندر سپدان۔ اَتھ عامیانہٕ پٔری کتھِ پیٹھ چھےٚ میر حسن خوبصورت مثنوی لیچھمٕژ یمیک سورُے فنی قوت امہِ چہٕ نظم نگأری تہٕ مافوق الفطری ماحول تہٕ کردار پیش کرنس منز چھُ۔

اردُ ہمہ صدیہ ہندِ اۭخری حِصک بیاکھ بوٚڈ شاعر چھُ نظیر اکبر آبادی۔ یُس

1740 ء منز دِلہِ منز زاو۔ سہٕ اوس نوٚ وُہر ییلہِ تٔمی سُند مول آگرہ روزنہِ گو۔ تٔمی
گذٲرِ پنٕنی وانس آگراہس منز ے ییٚتہِ سہٕ 1830 ء یس منز رحمت حق سپُد۔
نظیر اکبرآبادی اوس طبیعت کِنی وُہالی تہٕ یار باش۔ تس اوس نہٕ کُنہِ قسمہِ چہ
سنجید گیہِ ستی لوے خوے تہٕ نہٕ اوسُس سمأجی قدرن ہُند کانہہ پروا۔ تٔمی ہٕنز
شاعریہ منز چھُ تمیزتہٕ شائستگیہ خلاف باغیانہِ قسمٕک اظہار۔ مگر اَتھ ستی ستی
چھُ تس لامثال شاعرانہِ فن ییمہِ کِنی سہٕ وٚنیکھوارس تہٕ خوبصورت شاعری
بناوان چھُ۔ سہٕ چھُ شاعریہِ ہندٕین مستند اُسلوبن تہٕ پنٕنہِ مخصوص اندازٕ
ورتاوان تہٕ نتیجہ چھُ نیران ییٚتھ سرتازٕ اظہار ییٚتھ نہٕ اردو شاعریہ منز بیٚیہ
کانہہ شاعر نظیر چھُ۔ ''پری کا سراپا'' نظمہِ ہُند یہ اقتباس وُچھو:

مذکور کروں کیا اب یارو اس شوخ کے کیا کیا چنچل پن
کچھ ہاتھ ہلیں، کچھ پاؤں ہلیں، پھڑکے بازو، تھرکے سب تن
گالی وہ بلا، تالی وہ ستم، انگلی کی نچاوٹ ویسی ہے
یہ سوخی پھرت بیتابی اک آن کبھی نچلی نہ رہے
چنچل اچپل، مٹکے چٹکے، سر کھولے ڈھالے ہنس ہنس کے
قہقہے کی ہنساوٹ اور غضب، ٹھٹھوں کی اڑاوٹ دیسی ہے

ہولی، دیوالی، بلدیو کا میلہ، عیدگاہِ اکبرآباد بیتر نظمہِ چھےٚ تمہِ وقتہٕ کِس
مُروجہِ شعری آہنگس پھٹرٲ دِتھ اردو زبانہِ منز نظمہِ ہندِ خأطرٕ وَتھ شیران۔

یِیلہِ یِیلہِ تہٕ گَنہٕ زبانہِ ہنز شاعری کینژَن مقبول اسلوبن منز قید چھےٚ سپدان، نظیر اکبر آبادی ہوٚی شاعر چھہِ اَتھ خلاف بغاوت کران۔

اردُ ہمہِ صدی ہندِس اَخری حصس منز بنیو لکھنو اردو شاعری ہُند نوٚو مرکز۔ تمیک نواب آصف الدولہ بنیو برطانوی سرکارُک معاون یِیلہِ تمۍ پنٕن عیش و آرام برقرار تھاونہٕ باپت 1765 ءِ یس منز برطانوی سرکارس ستی معاہدس پیٹھ دستخط کوٚر۔

اردو شاعرَ واوس عالمگیر سندِس زمانس منزٕ ے دِل ترٲوِتھ لکھنوس منز بسُن ہیوٚ تمُت تِکیازِ خونریزی تہٕ سیاسی انتشارس منز اوس نہٕ تمن تتہِ کانہہ پرٛژھن وول۔ لکھنو کێن نوابن ہندِس دربارس منز میوٚل تمن عزت، احترام تہٕ وظیفہٕ تہٕ یتہٕ پٲٹھی بنیو لکھنو اردو ادبک نوٚو مرکز۔ لتہِ اوس تتہٕ سورٕ ے کینہہ شاعرن میسر یمیک تمن مارٕ موٚت اوس؛ نوابی آیہٕ کھێن چێن، جنسی بے راہ روی، زار، تہٕ گیوٚن نوٚن۔ امہِ وقتکی لکھنوی شاعر مثلاً شیخ غلام حسن مُصحفی، انشا اللہ خان اَنشا، شیخ قلندر بخش جرٲت، شیخ امام بخش ناسخ، خواجہ حیدر علی آتش، پنڈِت دیا شنکر نسیم، سعادت یار خان رنگین، نواب مرزا شوق مرزا رجب علی بیگ سرور بیترٕ شاعر چھہِ لکھنوی شعری مکتبکی نمایندٕ شاعر۔

امہِ دورٕ چہ شعریہ منز اگر کُنہٕ شاعریہ پیٹھ ناز ہیکو کٔرِتھ سو چھےٚ اردو مرثیہ شاعری یمکی سارِوے کھوتہٕ بڈٕی تہٕ لازوال شاعر چھہِ میر بابر علی

انیسؔ (1802-1874ء) تہٕ سلامت علی دبیرؔ (1803-1875ء)۔
کُنوہم صدی اژوُٹے، یعنی 1802 ءیس منز ژاے انگریز دِلہِ منز تہٕ تتھٕ ستی
گو مُغل سلطنتک زوال شروع تہٕ مغربی تہذیبک اثر ہیوٚتُن زندگیہِ ہندِس
پرِیتھ شعبس منز نمایاں پأٹھی نظرِ گوٚڈھن۔ پرانہِ مُغل جاہ و جلالکی تہٕ پرانین
جمالیأتی تہٕ اخلأقی قدرن ہندۍ رأچھدر روٗدۍ اکہِ طرفہٕ مغربی تہذیبس
حیرت تہٕ خوفہٕ چہٕ نظرو وُچھان، بیٚیہِ طرفہٕ نہایت سنجیدگیہٕ سان پننِس مِسمار
سپدٕ وِنس تہذیبس تقویت دِنچ کوٗشش کران۔ امہِ پُر آشوب دورٕکین
شأعرن منز چھِ حکیم محمد موٗمن خان موٗمنؔ (1801-1852ء)، شیخ محمد
ابراھیم ذوقؔ (1788ء-1855ء)، بہادر شاہ ظفرؔ (1775ء-1862ء) تہٕ مرزا
اسداللہ خان غالبؔ (1797ء-1869ء)۔ اتھ سأری ہے دورس وٚنو دورِ غالبؔ
تِکیازِ غالبؔنٕ کلام چھُ نہ صرف پرانہِ تمام شأعریہِ ہُند معراج، بلکہِ نوِ دورٕچہِ
شاعریہِ ہُند آغاز تہٕ۔

رفتم کہ کہنگی زِ تماشا براَفگنم
در بزم رنگ و بو نمطے دیگر افگنم
(غالبؔ)



{ کیا مُجھ عشق نے ظالم کو آب آہستہ آہستہ }

گوھاں معشوقہٕ سُند دِل لولہٕ تورٕ آب آہستہٕ آہستہٕ
بناں ییتھٕ گُل نارس پیٹھ تِتھ گُلاب آہستہٕ آستہٕ

سو کھُل موٚت شب تِمس ییتین، سہٕ لُطفک شب مشیٖم نہٕ زانہہ
پرٕ ژھُن لوٚت لوٚت تہٕ لوٚت لوٚت دیُن جواب آہستہٕ آہستہٕ

تہٕ اُخر میون دِل تہٕ جسہٕ ویٚسریوٚو چانہٕ نظرٕ ییتی
چھُ دلہٕ دلہٕ چھوراوان ییتھٕ شراب آہستہٕ آہستہٕ

ژٔے آتش رویہٕ محبوبا! یہٕ دِل میون آب گُملووتھ
گلاں ییتھٕ پاٹھی نارس پیٹھ ووزُل گُلاب آہستہٕ آہستہٕ

سہٕ موکھ پرٕیوٚن ییلہٕ چھُ نیران روشہٕ روشہٕ گرٕ نیٖبر نوٚن
چھُ گاہ تراوان زنتہٕ پوٚرٕ کِنی آفتاب آہستہٕ آہستہٕ

ولی! بےٚ دلیہٕ لتس محبوبہٕ سُند ژٔن ییلہِ یواں باضے
وزاں اِدٕ پاٗنی پانٔے منز اُچھن مُتی خواب آہستہٕ آہستہٕ

(شفیع شوق)

O

{ کوچہٕ یار عین کاسی ہے }

یارٕ سُند کوچہِ میون گو کاشی

ساد دِل زَن قرار تُتی پراوی

ہاے تس نِشہِ میون سپدُن دوٗر

دوکھ روٗس دِل تتیٚ نہٕ زانہہ آسی

موج جمنایہِ ہندٕ چھِ کاکُل چانٛی

خال زَن ساد تپ رٔٹتھ روزی

لیس نہٕ میچھر کلامسے آسان

گتھ تیٚسنز زَن غذا چھُ آساں بی

وَلہِ روپہٕ تَن ، وٕلِن وٚلی کوتاہ

عاشقن نِشِ پلَو نہٕ اَستھ چھی

(شفیع شوق)



{ سجن کے باج عالم میں دگر نئیں }

چھُ زگتس منز تِمس رۄس کانہہ دِگر نو
اسی منز چھُ -- مگر اسہِ کانہہ خبر نو
عجب ہمت تِمس لیس عالمس منز
بغیر از یار کانٛسی پیٹھ نظر نو
اگر روزکھ ژٕ پانس منز گرفتار
ژٕ آسکھ عاشقن منز معتبر نو
لبکھ نہٕ اول پتھٕ نین خاہشن ہُند
یِہ تاں وایکھ ہمتکی زانہہ تہٕ پر نو
وُنِن گتھ دود پٔژن بے دردن
خبرونہٕ کیا تیٚمس کانہہ تہٕ خبر نو
وٚلی تِمو سِنز حقیقت زانہٕ رکتھٕ کنی
تیٚمس تاں واتٕے حدٕ بشر نو

(شفیع شوق)

O

{دِل کوں گر مرتبہ ہو درپن کا}

دِلس میأنِس ہے زانہہ اَنہٕ بٹنگ مرتبہٕ میلہِ ہے
اِدٕ ساأری وُچھہن اَتھ منز میأنِس محبوٗبہٕ سُند بُتھ مفتے
ہے میأنی زِیوِی مدد کر، کلام کر، زِ یار میون
پراران چھُ پننہِ حُسنکی تعریف بوزنہٕ باپت
بوعلی اُسی تن، یتھنہٕ پرِ ژھہس عشقٕچ حکمت چھِ گتھ وناں
سہٕ تہِ زانی نہٕ امہٕ فنکی قانون کیاچھِ
ییٚلہِ اَنہٕ ژے بروٚنٹھ کنہِ آسان چھُے، میانہِ محبوبہٕ
پوشہِ وارِ تہِ چھُ غیرت وٚو تلیٚتھ یوان
بیداریم چھِ تم تہِ چھِ چانہِ نظرِ ستی سوکھ موکھ پاٚٹھر
اتھ چھینٚین کیاہ غم ہیوٚن زِ کانہہ ما پھرِ!
اکھ بریزٕ زاہ کرتیمس ویٚس کٔن نظراہ
ڈیچھِ سُلہِ صُبحہٕ پیٚٹھے چھے درشنس چاٚنس پراران

(شفیع شوقؔ)



{عیاں ہے ہر طرف عالم میں حسنِ بے حجاب اُس کا}

عیان ژوپأری چھُ یتھ عالمس منز تِمی سُنڈ ے حُسن بے حجاب
بس تسی نِش چھُ نقابس منز ژوٚ ریس نظر رأوِھو آسہٕ

یک رنگ بزمہٕ ہُند شمع وٕ چھتھ نتیٚو وٚ مے
زِ پرٚ یتھ ذرس منز چھُ آفتاب پٔز زلان تِمی سُند

عاشق چھِ زٕن تہٕ کانہہ تصویرٕ وٕ چھتھ روٗزِتھ گوھان
کٔنہِ کٔنہِ ہے تِمی سُند جمال بے حجاب سپد

مدہو وٕ چشمے ہے کانسہِ کٔن نظراہ ترأوِن
سہٕ سپد دون عالمن ہندس یتھ خراباتس ہمیشہِ خأطرٕ خراب

ہے وٙلی! دِل میون چھُ پٔز یتھ آلودگیہ ہندِ زنگارٕ نِشہِ مُچھ
زٕن تہٕ آینہٕ کِسی جوہرس منز بیوٗٹھ تٔسند پیچ وتاب ژٔورِ

(شفیع شوق)

O

ہیر ییتھ منزا تھس سہٕ مۆت پھیران
لیس تہٕ پھٔر ہو منس چھےٚ وٚچھ کل

چاۓنی یم سونتہٕ نیلہٕ جامہٕ ؤچھتھ
چھم اۓچھن منزاۓشس گُلابی رنگ

O

اے باغِ حیا! بول ہتہٕ مُوراو دِلکی گنڈ
پھول پوشہٕ ٹورِ جل زِ مےٚ چھم تنگ سیٹھاہ دِل

گُل رویہٕ سُندسہٕ کوچہٕ پیٛواں یاد چھم یامتھ
اے بُلبلِ بیتاب، کتیو چون وطن؟ وَن

(شفیع شوق)

O

خبر چھا کیا ژٕے سپدی یِوٚد ژٕ بوزَکھ
کٔڈر کاژٕاہ جُدأی ہنز پیٚیم راتھ

اَتھِے ووتُھ نہٕ چاژنس دامنس تام
وٕنۍ کیا لوٗہ سورٕے زُو ژٕٹن گوم

سرآج مُشراوِ ہن کوٚت تام برونہہ گٔن
ژٕے نو شوبان پیٚواہ سرگرأنی

(شفیع شوق)

O

گوہان مہرباں چھم سہٕ زأویُل کمر
یہِ شاید چھُ میانین ووشن ہُند اثر

پٔژن دِل مے زولُم تہٕ منزِل لوٚبُم
پٔژ آہ و زأری مے چھم راہبر

صبا گوو تہٕ جل جل وُنس میون حال
تمِس گُل رُخس تام ژٕ نے پھُے گذر

O

بےخودی پرأوم تہٕ حاصِل گوم یہِ دَنیرُک لباس
گاٹجارس ٹیب دِتھ مژرس وُرُن کرٕنئے موٗشُم

O

تٔمی ہندی تغافلن مےٚ کوٚرُم کیاہ یہِ کیا ونٔے
مس کھاسی یم امار بٔرِتھ ، دِل مےٚ خُم بنیوو

عشقُک سبق پوٚرُم مےٚ ، عجب اوس سیٹھاہ ژیُہہ
لوٚب کُن ٹکِتھ سو روٗز تٔتی عقلہِ ہنز کتاب

گو سوٗزی لولہِ نارٕ سرا بُجن بچور دِل
بے خطر گی ووں روٗز، نٔے فکر، نٔے خطر

(شفیع شوق)

# شیخ ظہور الدین حاتم

{1699ء - 1782ء}

O

گُلشنس منز کونہِ بُلبُل ویرٕ اول
گُل پٔنُن، گُلشن پٔنُن، گُل باس پٔنُن

گُل رُخا! بُلبُل چھُ ژٕ نے پیٹھ جاں نثار
دَم پٔنُن، تَے دِل پٔنُن، زُو جاں پٔنُن

کیاز چھے میونے وُن ژٕ ے ناپسند
دِل مے پننے، اوش تہٕ اُچھ داماں پٔنُن

ناز برداری تسنز چھے کار میون
باشہِ کرٕ ون لولہٕ موت جاناں پٔنُن

چانہِ رٕوس مے پان گولُم پوٕر پأٹھی
ژٕم پنٕنی، اُستخاں پنٕنی، پرٕیتھ تاں پٔنُن

(تسکینہ فاضل)

O

واوٗ صُبحکہِ بوز گتھ نزدیک یتھ
وُنی زِتس خوش خویہ واٗلِس گُل رُخس

چھم مے پرکھاوی مِتی تیندی یاقوتی لب
سخت تر الماسہِ کھوتہٕ دِل چھُ تس

نامہٕ چونُے آو خواجہ خضرؑ ہیُو
شیچھ یہ ییتھ مے آوھ الیاسؑ بس

تراو ساٗ یاٗری کرٕنی بد خویہ یِنز
وہم تَے وسواس تیمی ترووُے دِلس

حاتما ! مشراو اسماٗنکی ستم
دَے ژٕ سے کاسی مفلسی واتکھ ہَس

(تسکینہ فاضل)

O

ژُمی سنا وٚن یار وئنُے چھنہٕ غلط
میٚنےٚ پرٕ ژھوسارینٕ کراں سہٕ کتھہٕ غلط

درسِ عشقس منز کرُن بحثے بیکار
زاہد و تکرار چھے وتہٕ غلط

یمو ہسأ یارو کریا وعدس وفا
قولہٕ والئین ہُند وُنن دراو پتہٕ غلط

تس نسأ زانہہ ٹارِ کھٔتی میأنی سُخن
تس تہِ ما باسیہ شعرے نتہٕ غلط

جان گوھِ لیکھِو دیوانِ حاتمسؔ
خوش خط و بسیار چھُ نُسخہ غلط

(تسکینہ فاضِل)



گر کأنسہٕ اُکی آبِ حیات نوش کۆر تہٕ کیاہ کۆرُن
حضٕ خضرٕ ہندی پأٹھی زِندگی گُرٕن تہٕ کیاہ کۆرُن

شیریں ڈٕتھو سنگدِلنے کانہہ نہ اثر گو
فرہاد کأم کوہ کنی ہنز گُرِتھ تہٕ کیاہ کۆرُن

دشوار دزُن شمعکی پأٹھی عشقہٕ نارس منز
پروانہٕ ہندی پأٹھی زِندٕ رۆد تہٕ کیاہ کۆرُن

انگ یُن محال چھُم ناسور یِہٕ بنیومُت
رفگر تہٕ اگر آو سہٕ دِنٕی چھوکھ تہٕ کیاہ کۆرُن

مُتاجگی نِش چھُم نہٕ اکھ ژیُہہ تہٕ زانہہ فرصت
گر حق مےٚ حاتم ناو دیُت، تہٕ کیاہ کۆرُن

(تسکینہ فاضِل)

O

دِلدار وعدٕ گٔرِتھ پتہٕ آو نہٕ ڈٔنیکھ تام
پٔژن روے ہوو نہٕ تٔمی مےٚ ڈٔنیکھ تام

یاٗرِی دِل زوُلُم تہٕ ژٔل مےٚ ہاے ہاے
کیٛا سنا تس یارٕ سےٚ کانہہ باوِ ہے میوٚنۍ یہِ حال

خستہٕ دِل میوٚنۍ چھُ خاک وخونسےٚ منزٔرِی گوٚمُت
تٔمی جفا کارن گٔرٕ ے گر یور گٔن زانہہ اکھ نظر

ڈُچھ طبیاہ کیاہ سنا ناداں نبض ساران میون
عشقہٕ دادِچ تس نہٕ زانےٚ لوٚب نہٕ تٔمی ڈُنہِ دود میون

کیا سبب گو زلنہِ دَے ڈُنہِ قاصدن ما اوٗن جواب
چھا پتہ کیٚنہہ آسہِ ما تس نامہٕ ڈُنہِ پَرناوٕنۍ

(تسکینہ فاضِل)

O

کأنسہِ ہے آبِ حیات چیٚو وتہٕ کیا کوٚرُن
خضرٕ سندی پأٹھی کُن زُنٛے روٗد زِندٕ تَتھ کیا اعتبار

سنگ دِلن چھا گوٗھان شیرین لبن ہُند زانہہ اثر
فرہأدی اگر بال تہِ ژوٹ توتہِ کیاہ سپد

لولہٕ ستی شمع ہندِ عنوانہٕ وۄنگلُن کریوٗ ٹھکوٗت
پوٕنپری ہندی پأٹھی پھرٕ ٹھزولُن پان تَتھ حصر!

اتھ چھُ زَن ناسوٗر، تَتھ انگ یُن چھا سہل!
رفوگراہ انتن اَتھ زخمس نسأوا تی گُنُے

حاجتو چھنہٕ زاہ مے دیُتمُت سوکھأ رکس بڑ نزِس ازٕ نِہے
ٔلو حاتمامے نادہے تھووٗ کھ، تہٕ کیاہ کوٚرُکھ!

(محمد یوسف ٹینگ)

O

پنہٕ نسے شوقس سہٕ اوسے مارٕ موٚت
اورٕ ے آؤ ے لول، عشقنہٕ کوندِ منز دأ رِتھ دِژُن

جو دگر کوتاہ، دِلس لطفس اندر قلفاہ کوٚ رُن
کیا ستم چھُن بند تھوومُت چشم مستانن اندر

ژُنژِل تُمِس نظر، کٕکو تنبٕہ لیپہٕ تہٕ ژُلی
تیوٚ تھ خوف چھُکھ، چھِ ژھلیہٕ ہلئین ہانگلن اندر

موکھ چون وُچھن ادٕ مہ پٕز ژھ خجالت تُمِس سپزٕ کواہ
افتابہٕ رٔ ہتھ گو تہٕ نبس منز کھوٚٹ تُمی روے

رُخسار تے وُٹھن پٔیٹھ بامن تہٕ پوش ہٕ کتی
قد تٕتند چمنس اندر سرٕ وٚن گومُت زَن دَم وُچھتھ

عیشہِ چی کیا محفلاہ، ژٕ ےچھکھ نہ سورٕ ے زَن تباہ
شمعن بزٕرتن مگر لولہ ویدا کھووٕنی دِوان

نالہِ موٗت تھٕنڈٕ ے یتٕے بس میون چھے آبِ حیات
ہجرٕ زخمس ہیٚہِ نہٕ کانہہ میٚے چھے علاجاہ ساقیو!

وولہِ یور، سمو پانہٕ وٲنی ڈالہٕ کینٛہہ دِمَو
نتہٕ تاقیامت کفنس منز ہٕسرِ ہٕ دزٕ ے

حاتم چھٕ پننہِ آیہِ سیٹھاہ دِل رٕچھان مگر
لس کیاونن، ولی چھ وِلایت سُخن ونن

(محمد یوسف ٹینگ)

O

تیاژ ناز کری کری اس تہِ اسہِ موکھ ہاو، اِڈ ہاوَ ے
اگر ژ لولہِ گتھِ منز اسہِ نشن واتکھ، تہِ اِڈ ہاوَ ے

چانۍ زُلفن ہانکلن منز میون دِل بند کوٚر مُتے
ژ ہےَ انصاف کُری تھے گنڈ ہوراوکھ، تہِ اِڈ ہاوَ ے

جُدائی ہُندا وٚگن زن چھُ زالان میانۍ ہن ہن زَن
ژ ے ہےَ عاراہ تیی تہِ کنگ ژھیوٚراوکھ، تہِ اِڈ ہاوَ ے

ژ ے ہےَ ونیچ بویاہ چھے، چون ہاتم چون مُشتاقاہ
اگر آلو دِیکھ، تتہِ ستی تن لاگکھ، تہِ اِڈ ہاوَ ے

(محمد یوسف ٹینگ)

O

وقتِ رُخصت وٚون مے تس سروِ انہارس از
کیا لطف لسنس ژیوٚ دوَے روٗشتھے از دوٗر گوکھ

پیالہٕ مَس کی گتھ کران، زاہد تتھے کوتاہ دست
محفلے اندر أژِتھ تس کھاسرے چھاوَ کھ ییٚے

ییٚلہِ ژٕ بُتھ پیوٚہس، شیرین لب تھوٗے دولہٕ خسروَن
کیا زِ کنہِ چھاٗوِتھ زِ کلہٕ پھٹراوان چھکھ فرہادٕ از؟

بوٗزی زیس کُس روزِ باقی! کس أ رکس ژھو کہِ شہہ از!
وُچھتہٕ کمہِ دھوم دھامہٕ رأسے دژاو از جانانہٕ میون

حاتمو! یوٚد از سرِ و تس باغہٕ منز کرِ مان مان
ککلہِ پکھِ زن لیٚر بنہِ، سروَس لگِتھ کرِ پارٕ پارٕ

(محمد یوسف ٹینگ)

O

ئمی وۄن چھنہٕ ونہٕ نے یار غلط
مےٚ پڑٕ ژھ سأ ٔچھس گُفتار غلط

درسِ عشقس منز کیا چھُ بحث
زأہدٕ شوٗبیا تکرار غلط

ئمی وعدٕ وفا چھِ تہٕندی یارو
بد قولن کوٚر اقرار غلط

چھِنہٕ میأنی سُخن لٔس ٹارِ کھسان
مےٚ چھِ أنی ہٕتی سأری شعر غلط

لیکھتس یہٕ چھُ دیوانِ حاتمؔ
خوش خط تہٕ مگر بسیار غلط

(شبیر احمد شبیرؔ)

O

ژھٹچ وِز اُس وۄن تس سروِ قد یارس مےٚ از
کیا پھُلےٚ لگہِ زندگیہِ ییٚلہِ روے کھۄٹتھ روٗشتھ ژےٚ از

شیشہِ دِل کیاہ زاہدس چھا خاٮ۪لی سأری مس سپدی
بزمِ منز پھُٹرس کلس پیٹھ تس بلاے آہو چھےٚ از

برونہہ کنیٛتھ نتھ گوے ژےٚ خُسروٗ وۄٹھ مدٕری شیٖر ینہٕ ہندی
خامخاہ چھاواں پلَن سر سپدِ کیاہ وُٹھ ما کھیےٚ از

بۆزی زیٖس کُس روزِ باقی کُس اکھاہ مرِ کیا پتاہ
وُچھتہٕ کمہِ چکہٕ چاوٕ گرِ پیٹھٕ یارٕ سوے نیران چھےٚ از

حاتمو ییتھ قد وُچھتھ دعوا کُرِتھ گےٚ سروٕ تام
کُکلہِ ہنز پکھ بنہِ لیٖٹر ونہِ تتھ ہتا ژٕٹۍ تھےٚ پییےٚ از

(شبیر احمد شبیر)

O

چھُ سارِنے کیُتھ رقیب دُشمن
زُوَس چھُ میانِس حبیب دُشمن

علاج چھُنہٕ کینْہہ تہٕ عشقہٕ دا دِس
رُحک تہٕ جانک طبیب دُشمن

کلامہٕ تژ وُش کرتہٕ خار سپدَ کھ
یہٕ زیٖو چھےٚ بالکل قریب دُشمن

خطا مساٗ بارِ کھال چرخس
غریبہے کیُتھ نصیب دُشمن

ژٕ حاتمو کھوژ اَتھ فریبس
وول کیا اگر چھے غریب دشمن

(شبیر احمد شبیر)

O

کیا سأ ونہٕ کیا ٹھہرِ نٔہِ توحید و حمدِ کبریا
یٔمی سُندُے "کُن" ونہٕ ستٔین پأدٕ گئے ارض وسماء

غوطہٕ زَن امہِ بحرِ عشقٕک پوٗرٕ پأٹھٕین یُس سپُد
اہلِ دِل یٔمہِ عالمکی سأری ونان تس مرحبا

تس نہٕ محتأجی شرابٕچ بٔیہِ چھُ پھیران مست سُے
لولہٕ کہِ میخانہٕ یٔمی مَس پیالہٕ چیوٚ اے ساقیا

باغِ دُنیا منزٕ یٔمی أکی وٚون بہٕ چھُس داناتہٕ بس
گردشس منز تس چھُ فلکُک گژھُہٕ کران نیک ہبا

حاتمو تراوُکھ خلق کرمیٔل دِلس تَے خالقس
یٔمی ژٕنے دیُتنَے ناو اِنسان زندگی کُرنَے عطا

(شبیر احمد شبیر)



{مقدور نہیں اُس کی تجلی کے بیاں کا}

ممکن چھیٖ نہٕ تٕہنٛد تجلی کرُن بیان
شمع بٔنتھ دزیٖم ، بیاں کرِ یۄد زبان

باغاہ چھُ تٔنٛد بون عجب رنگ وُچھ امِکو
أچھ آسہِ مُورنٔے زِ وأتِتھ پیٚوٲں خزان

زیوٗن تا مرُن بریٚنزی چھِ گوٗتام اکھ سفر
دُنیا سرُن چھُ کریوٹھ سفر کٔس سنا ونان

(ترجمہٕ : شفیع شوق)



{ہر سنگ میں شرار ہے تیرے ظہور کا}

پرٕتھ کَنہِ کَنہِ منز نار گُپتھ چھُ چون ظہوٗر
چھُس نہٕ بہٕ موسیٰؑ، نیٖر تہٕ ژھارَتھ کھَسہٕ پتہٕ طور

بُتہِ لوٚگمُت چھُس زالہٕ، مگر وُچھ ہے ہمنفسو!
ژھوپہٕ دم لاٗگتھ ژالان، وونی گتھ لاگُن شور

سوٗدا! پننہِ زانہہ بوزَکھ واعظ سنٕز کانہہ گتھ
بوز ژٕ وزٕ وُن ڈول، دپان رٕتی دوہ چھِنہٕ دوٗر

(ترجمہٕ : شفیع شوق)

عشق دپان چھِ یتھ پرِ ژھمہ کیاہ تہٕ کیُتھ آسان
زہر چھُ، لوٚگ تیمِس، موٗد، پیر آسہِ جوان



{ جو گذری مجھ پہ مت اُس سے کہو، ہوا سو ہوا}

ینہٕ ونہس زاہ کیاہ گدریوو، یتھ پہٕ گوھُن اوس تتھ تہٕ گو
عشقس منز یُس ہینہٕ آیوو، یتھ پہٕ گوھُن اوس تتھ تہٕ گو

چھوکھ یُس تُمی دیُتنم یارو، زٔٹھیوٚو ووت دِلس تامَتھ
ٹیبا دِتھ اتھ مرہم کُری تَو، یتھ پہٕ گوھُن اوس تتھ تہٕ گو

دِل تس محبوبس کنی کوتاہ، بوٗ زِتھ سورُے ادٕ دوٚپنم
تلسأے تراو پہٕ قصہٕ زٔٹھیوو، یتھ پہٕ گوھُن اوس تتھ تہٕ گو

گوڈٕ دُتُمس دِل، دُتُمس دین، وونی سودا چھوٚن زُو پتھ کُن
بیٚہٕ کیاہ گوھِ ییٚتہٕ یوٗن بوزَو، یتھ پہٕ گوھُن اوس تتھ تہٕ گو

(ترجمہٕ : شفیع شوق)



{چہرے پہ نہ یہ نقاب دیکھا}

رویس نۂ تس کانہہ نقاب ڈیوٗٹھم
درپردٕ اٲستھ آفتاب ڈیوٗٹھم

فلوانۂ پےٚ یوت،سوٗرے یہِ عالم
تس پَتھ خانہ خراب ڈیوٗٹھم

بے جرم و گُناہ قتلِ عاشق
ژےٚ مذہبس منز ثواب ڈیوٗٹھم

ییٚمی ییٚمی مےٚ کٔن نظراہ کٔر زانہہ
سُہ سُے اٲچھو مےٚ پُر آب ڈیوٗٹھم

تَنۂ تس دِلن لطف مُشرٲوی
سوداؔ! ینہٕ یہِ عتاب ڈیوٗٹھم

(ترجمہٕ : شفیع شوق)



{تجھ بن یہ چمن ہر خس و ہر خار پریشاں}

ژٕے رٕوس یِہ سوٗرٕے باغ خس و خار پریشاں
حیران یِمبرزَل گُل وگُلزار پریشاں

مُنزِ کُفر بیِس راس، اُتی خوش کرِیس اسلام
ژھاراں گژھِ تسبیح گژھے زُنّار ، پریشاں

چھُس نہٕ ہیٚہ کراں حالِ دِلٕ اظہار زِ غم چھُم
بوٗزِتھ گوٗھُن گوٚژھ نہٕ سہٕ غم خوار پریشاں

تارَکھ ژٕ مہ زانگھ، چھِ بریٚہل وٗش کھساں ہیوٚر
شب آسہٕ سیاہ، نیہٕ وساں نار پریشاں

چھُس ناز جمالُک تہٕ توٚے ڈیچھِ نہٕ مےٚ کُن
نتہٕ ہےَ چھےٚ نظر یارٕ سٕنز ہر بار پریشاں

سوٗداؔ ! عمل چاٲنۍ ڈیچھِ ہوش ڈلاں چھِس
کیا لیکھِ لیکھُن وول سہٕ کردار پریشاں

(ترجمہ : شفیع شوق)



{ بدلا ترے ستم کا کوئی تجھ سے کیا کرے }

ٲری تھَم ستم تہٕ یوٗر بہٕ ووٗنی بدلہٕ کیا ہیٚمَے
گوٚو پانسے فریفتہٕ ! بوٗزِن یہِ میون دَے

لاٚ گیوٗم پیوٗر قبرِ تہٕ تَتھ پیٹھ یہِ لیٚکھی زیٚو
"یوٗتاہ زِندگی گٲرِن خار کاٚسہِ نَے"

وُچھنس نہٕ کانہہ تہِ آسہِ بدس مَے تہٕ یارٕ ستی
کیا زاہدا کرَکھ تٕتھِس منز ژٕ آسکھَے

چھنہٕ صرف ہجرٕ دوہہٕ یہِ سوٗدا ٹُلاں ستم
پرٚیتھ وصلہٕ راٗژ دزِ سہٕ پوٚنپری مثالہِ، ہےَ!

(ترجمہٕ : شفیع شوق)



{مدرسہ یا دیر تھا یا کعبہ یا بُت خانہ تھا}

مدرسہٕ ، مندر اوس ہِکنہٕ کعبہٕ یا بُت خانہٕ اوس
اُسی اُسی مہمان ٹھہرِتھ، سُے صاحب خانہٕ اوس

ہاے نادانی ! زِ اُخر مرنہٕ وِزِ ثابت سپُد
زِ سٹھ زیوٗ ٹھے خواب نتہٕ میوٗ ٹھ اکھ افسانہٕ اوس

وَہی دیان سہٕ باغ سوٗرے از سپُد مُت ہرِدِ بُڑی
پُتھری تُھس ہِتی لارِتھ میون اکھ یارانہٕ اوس

از چھِ تُتھ اندر بُرِتھ سرد وُہی نتہٕ واے ووش
میون خالی دِل کرتاں چون خلوت خانہٕ اوس

تراو وونی ، منساو نتہٕ مُشراو سوٗرے بُگی وون کیا
دردؔ! پھِرِ نے کیا سہٕ پَنُن یار اوس ہِکنہٕ یا نہ اوس

(ترجمہٕ : شفیع شوق)



{ہم تجھ سے کس ہوس کی فلک جستجو کریں

دِل ہی نہیں رہا ہے جو کچھ آرزو کریں}

ہے آسمانہٕ ! ووٕنی ژٕ نے نِشہِ کُس ہوس تھوَو

سینس اندر دِلے نہٕ ووٕں کیا آرزو کرَو

شیخا! ژٕ دٕچھ مہ میون یہٕ دامن چھُ کوٗت تَر

سأری فرشتہٕ وضو کرن چیٚر ہے دِمَو

چھُس ہیرِ یون زبان، یہٕ زَن شولہٕ دٕن شمع

دَپھ چھُم نہٕ طاقتے زِ تِمس کینٛہہ وٕنِتھ ہیکَو

چھُس أنہٕ اکھ یہٕ پانہٕ مگر کأنسہِ نہٕ قبول

ژٕکراوِ بُتھ تہٕ ژٕلہِ سہٕ لیس بروٚنٹھ کنہٕ تھوَو

نَے پوٚش پوشِوٕنی تہٕ نہ أسی چھِ روزٕوٕنی

پَتھ کیاز ِ رنگ و بوٗ کُے أسی مارٕ موٗت تھوَو

(ترجمہٕ : شفیع شوق)



{ہر چند تیری سمت سوا راہ ہی نہیں}

زانان پرێتھ اکھا چھُ ژٕ ے رُس چھنہٕ بیا کھ وَتھ

افسوس! توتہٕ زنتہٕ نہٕ زانان کانہہ یہٕ گتھ

تس مرتبہ چھُ تھوٚد ، سہٕ چھُ زاۓنی نِشہٕ ییر

اللہ لیس دپان، وُنِن یار تس غلط

موٚنگمُت عبس مےٚ آسہے زانہہ کالی کینہہ نہٕ کینہہ

ژھورُم ، دِلس اندر مےٚ وچھِم ، زانہہ گُنج نہٕ مَتھ

زگتس اندر پوٚتلو مےٚ سیٹھاہ ماری مندی وُچھِم

ژٕ ے رُس مگر تھوٚم نہ مےٚ زانہہ کانسہٕ ہنزتہٕ سَتھ

ہادی چھُ سُے تہٕ سُے چھُ مُضِل ، بوو تھَم دُہے

ساری چھِ چانہٕ وتہٕ تہٕ کانسی نہٕ راو وَتھ

ہے درد! ژھارتن سہٕ ووٚں اندر ژٕ پانہٕ ہے

بہٕ نیرنہٕ لگھ نہٕ رٕکھنی، پھیرتہٕ ژٕ پتھ

(ترجمہٕ : شفیع شوق)



{ارض وسما کہاں تری وسعت کو پا سکے}

ارض و سما نہٕ چون بجر سامیتھ ہیٚکاں
دِل میون جاے بڈ چھُ، اَتی واش چھکھ کڈان

ہے قاصدا! ژٕ نیر، یہٕ نو چاٲنی کاٚم زانہہ
چھُم دِل پئن یُس مےٚ دُہے شیچھ تسنز انان

بزم چھےٚ ژےٚ عابدا زِ تسند ناو چھکھ ہیٚوان
مٔشراو پان، یوٚدٕ ژٕ ہیٚککھ، سوٕ ےتسنز چھےٚ زان

ادراک تہٕ فہم ، ژےٚ یارب دیتھ، ستم
دوراں،مگر نہٕ پانہٕ نیبر نیری تھےٚ ہیٚکان

بڑیہوٚن چھُ لولہٕ نار تہٕ اَش ووٚنی کیا کریٚس
یہٕ چھُ نار تیتھ زِ آبہٕ گنی ستی نہٕ ژھیٚوان

اَش یپ مےٚ آو، تان گرم اَسی، تم تمام
اے درد! اَڈی یران تہٕ اَڈی ہورکن دزان

(ترجمہٕ : شفیع شوق)



{تہمتیں چندا پنے ذمہ دھر چلے}

کینہہ رٔیوہ تہٕ کینہہ پامہٕ لگن نشہٕ رٔٹتھ دژاے
یِی کرنہٕ باپت اُسی آمتی یور، گٔرتھ دژاے
چھا زندگی کِنہٕ شوٗبہٕ وُنن زندگیہٕ طوفان
اُسی زندگیہٕ ہندِ مارٕ متے ہاے مُرتھ دراے
وُچھ وارِیاہ ووٚنی ییٚتہٕ تماشاہ تہٕ رفیقو
ووٚنی تُہی وُچھو اُسی گرٕ کُنتھ ساٗر گٔرتھ دراے
ہے یوت روٗدس پتھ کُنتھ دِل رٔیش، ہے یارو
بوٗزُم بلیمتی چھوکھ لگن، تم وارٕ بٔلتھ دراے
ژھاراں چھُ پانس کوٗت، مگر پانہٕ نشے دوٗر
وُچھ شیخ صاٗب کیا دوٗر سفرس گرٕ مُشرتھ دژاے

ہے درد! چھیہٕ معلوم، ساٗری لوکھ ییم اٚندی پٔکھی
کتہٕ ییٚتھ آمتی اُسی، کیٚتھ گل گٔرتھ دراے؟

(ترجمہٕ : شفیع شوق)

O

{مِراجی ہے جب تک تری جستجو ہے}

زِندگی یوٚت تام توٚت تاں جستجو
زیوٚ دہانس منز تہٕ باقی گفتگو
زلنہِ دَے کیاہ آسہِ ڈیشٕن، سپد کیا
بوچھس بے صبر سہٕ چھم ٹنڈ خوٗ
چھم نہٕ دِلس منز مےٚ ووٚل کانہہ آش چانٛہٕ
آرزو ہےَ چھم سہٕ چوٗنے آرزو
چھوو داراہ عالمک گُلزار مےٚ
لولہٕ کٔین پوشن عجیبے رنگ و بوٗ
کُس وٕنِس تٔل آم، ہے دردا یہِ کیا
چھم یوان ہر طرفہٕ بس سُے روبرو

(ترجمہ : شفیع شوق)

# غزل

{پیغامِ یاس بھیج نہ مجھ بیقرار تک}

موِیوسین ہنز شیٚچھ مہ وُنم بیقرار ہے
گومُت بہ نیم جان چھُس منز انتظار ہے

کلہٕ والہٕ سہٕ مے دِم زِمےٚ تا روزِ قیامت
ییٚمہٕ ستی کاُف ولتہٕ نہٕ ہرگز خُمار ہے

موکجار ہا شِکارِ مےٚ قِدِس چھُ گتھ بکار
کُس ونہٕ زِ میاٗنی زِندگی واتیا بہار ہے

ڈُلہٕ مے کشی لُچھو چھےٚ زگتس منز اوٚتھ تامتھ
لوٚگ شیشہٕ جامُک زاہدس سنگِ مزار ہے

در راہِ فنا ڈُزملا زَن دژاکھ ژٕ دردا
ووتے نہٕ صُمُک واو تہٕ چاٗنس غُبار ہے

(مرغوب، گوہر، ناظر، حمیدہ بانو، حسرت)



(گُل وگلزار خوش نہیں آتا)

گُل تہٕ گلزار چھم نہٕ خوش مےٚ یوان
باغ جُز یار چھم نہٕ خوش مےٚ یوان

مژرٕ ! نالس اندر مےٚ چانی ڈسی
کُنہِ پننگ سار چھم نہٕ خوش مےٚ یوان

جُز جفا ونتہٕ ہا ستمگارو!
بیٚیہِ تہِ کانٛہہ کار چھم نہٕ خوش مےٚ یوان

چھکھ ژٕ راتس دوہس رِوان، دردا !
چون وِلہِ زار چھم نہٕ خوش مےٚ یوان

(مرغوب، گوہر، ناظر، حمیدہ بانو، حسرت)



(جب تک ہے دِل کے شیشے میں رنگ امتیاز کا)

یۄتاں دِلک یہِ اُنہٕ چھُہ پراُوِتھ سہٕ امتیاز
اے پُری یہِ تۄتےٚ تام اَتھ اُنس چھُہ فخرو ناز

دربارٕ یُہند ناز یِم ساٗری بنان نیاز
داملنہٕ تسُندُے مےٚ رۄتُم یۄد چھُہ بے نیاز

یہِ چھُہ اجلہٕ ٚکےٚ ڈیٚنجر زِ بہٕ چھُس ڈنجہٕ وُنِستام
وُانساہ گیُم نتہٕ چھُس اسیر گیسوئے دراز

اے دردؔ دُنیاہس اندر آوازِ غیب یِیتھ
ییٚمہِ رٕنگی بےٚ پرٕد سپد ہے سُے پرٕد یِیتھ چھُہ ساز

(مرغوب، گوہر، ناظر، حمیدہ بانو، حسرت)



(ترے کہنے سے میں ازبس کہ باہر ہو نہیں سکتا)

مےٚ چانی دپہٕ نیٚبر زانہہ نِشہٕ پانےٚ گوٚھتھ ہیکہٕ ما
عزم صبرُک کراں چھس پٔز زعمل تٔتھ پیٚٹھ أندِ تھ ہیکہٕ ما

مےٚ وٗنمس قندٕ کھوتن میوٗٹھ چونٔے میوٗٹھ چھم ٹاٹھیا
لوٚگُم ونٔنے اما پٔز گرِ تہٕ گرِ یُتھ قند بُنٔتھ ہیکہٕ ما

الٰہی میٚنہٕ دِل آوارٕ لٔگی تن زالہٕ گٔنہٕ زُلفس
علاج آوارٕگی امہٕ کھوتہٕ بہتر گٔنہٕ بُنٔتھ ہیکہٕ ما

بیٚتابیَن میانہٕ نٔبے ہُند حال بوٗزِتھ چھے ونان سارٕیٖن
بُتُر سُے حال بوٗزِتھ ڈنجہٕ روٗزِتھ میٚنہٕ مگر ہیکہٕ ما

رٕتٖین پتہٕ پکنہٕ پرأوِتھ کیا ہیٚشکان اکھ مُزکہٕ ژٕ بے وٚتم
مگر زانہہ ڈوٚٹھ یٔنجہٕ پھوٚل بنہٕ اکھ گوہر بُنٔتھ ہیکہٕ ما

پُژن کینہہ چاُنی سے عشقس مقابلہٕ چھٕنہٕ چلان ہرگز
کشش کرٕ ڈن دِلس امہٕ کھوتہٕ کانہہ بہتر بنِتھ ہیکہٕ ما

دپیوٚمس یِنہٕ یوان ئیو کاٹلی یوٗگن چھکھ تہٕ رنزوان چھکھ
یژھکھ یوٚ دوَے ژٕ وِزِ وِزِیُن تہٕ کیا ممکن بنِتھ ہیکہٕ ما

وُنِن ہیوٚ تنم زِ ترٔی نَے فِکرِ گَتھ وُژھ یُتھ زِ یوتاہ جل
ینس گوٚھنس اندر گرٕ چون میونُے گرٕ بنِتھ ہیکہٕ ما

بُچھتھ تلوآری بُمہٕ نِے تل بہٕ ہیٚکہٕ اے دٓردٕ کتھٕ پأٹھین
مگر کانہہ برونٹھ گٔن وأتتھ تمن ہرٕگز بُچھتھ ہیکہٕ ما

(مرغوب، گوہر، ناظر، حمیدہ بانو، حسرت)

O

(سحر سوتے سے اُٹھ کر وہ جو گھر سے باہر آ نکلا)

سحر وقتن وٕتھِتھ گرِ اندرٕ ییٚلہِ سُے آو نیٚبر نیرِتھ

یپٲرٕ کِنٕز ہنگہٕ تہٕ منگہٕ پھیران پیوس بُتہِ وأتِتھ

ژٕے وِزِ وِزِ میون دِل چھتھ ژھانٛڈنأوِتھ تھووُمُت تیٚوٚ تاہ

تصوٗرٕ چانہِ روٗس أخرٕ مےٚ وٕنتم دژ وے کیاہ دوٚنٛژھِتھ

وٕنِتھ احوال سوٗرُے ییٚلہِ مےٚ پوٗرٕم وعدٕ پننہٕ گُے یاد

دوٚپُن بوٗزی بوٗزی اکھ مُدعا أخر بدست چھُم ہِتھ

تعارف میون دیُتُمُت اوس تس کینٛہَو اما پٕز زٕوُچھ

لوٗگُم وننے یہِ بوزان أسی سہٕ پنٕنُے دراو ووٕنی سمکھِتھ

چھُ میلتھ درد تس ہیٚتین وٕچھُم ووٕنی گو ندامتہٕ سان

گُمنڈ یُس اوس تس در دِل گوٚمُت شاید سہٕ چھُس موکلِتھ

(مرغوب، گوہر، ناظر، حمیدہ بانو، حسرت)

O

(جس سر کو غرور آج ہے یاں تاج وری کا)

یتھ کلس از ییٚتہِ تاجدٲری ہُند گرٕو نہٕ چھُ
پگاہ چھُ تتھی ییٚتی وٕدن ہے

سمسارٕ چہ یمہٕ سرایہِ منز کُس اکھا دراو سلامت
ییٚتہِ گووپریتھ وتہٕ کُس سامانس وتی لوٗٹھ

پننہِ جنونک ڈُبہٕ دُر ژول نہٕ اسہِ بٲندی وانس منز تہٕ
ووٚنی چھُ اتھ کلہٕ دٲدِس علاج صرف اکھ کنہِ وٹھ

اسہِ یُسے وُچھتھ اچھ تیمہٕ تسی روز وُمدٕ ے گنڈِتھ
اُنس چھےٚ وُچھِ وُچھ پریشانی برادپُو

وکتی پھُلیہ واپھ گذرینے اسہِ کٲر پکھِ تل موٗرٕ موٗری
زنہہ تہٕ ازموونہٕ پننہٕ پرٕ ژھینٛزُک مقدوٗر

شہہ تام ہیز لوتہِ تکیا زِ کار چھے سیٹھے نوٗزُک
یمہِ سمسارٕ کہِ شیشہِ گری کارخانک

(ترجمہٕ: رحمان راہی)



(شب نہاتا تھا جو رشکِ قمر پانی میں)

راتھ اوس سُہ زوٗنہِ تمبلاوَن وول ڈلَس منز سرٛان کران

آبس اُس لہر لہر زوٗنہٕ گاش ژھٹاں ژھٹاں ووتھاں

سُہ بدَن اوس پٕژُن سُہ مأری منز ر یٔتھ لبنہٕ یوان

زنتہٕ موکھتہٕ پھوٚل آبس منز ڈلاں ناپان

وَدنہٕ ستِی تہِ پھیوٗرنہٕ یَوٚ ھایہِ ہنزِ تھَرِ نچر

اگرچہ سو مِرجاہ نکی پاُٹھی آبس منز آسان اُس

لولہٕ نارَن گوٚنڈراونس منز جلاوتہٕ موٗرن

حالانکہِ تِمس دیوٕ سُند لنکایہِ ہیُو گرٕ اوس آبس منز

میرا! سانہِ أشی گُتجارٕ سببہٕ گو وسون جہازٕ تباہ

خبر چھا تم یچہِ کأنی کیاُ ری تہٕ کوٚت گے آبس منز!

(ترجمہٕ: رحمان راہی)

○

کچھ موجِ ہوا پیچاں اے میرؔ نظر آئی
شاید کہ بہار آئی، زنجیر نظر آئی

میرؔ ایہے واوِ رِنگاہ ہش ہا گیہِ وَرکھیٖواں نظرِ
شاید ہا پیٚو وسونتھ وأتھ! زٕونجوٗری ہا گیہِ نظرِ!

دِلہِ ہندی کوچہِ نبا اأسی کوچہِ، ورق أسی تصویر دار
یوٚسہٕ تہِ صورت نظرِ گیہِ، تصویرٕ ے گیہِ نظرِ

بڈٕ نازاوس اسہِ پننہِ اُوش ہارنچہِ کارگُری پیٹھ
پتوسپد صُبح سپدِ تھےٕ تأثیر سرٕ

یارو! تہنز دِلازأری ہا آسےٕ بِلا وجہ
توہِ باسیہِ واسانہِ طرفہٕ تہِ کانہہ کمی کوتأہی؟

(ترجمہٕ: رحمان راہی)



(چلتے ہو تو چمن چلیئے کہتے ہیں کہ بہاراں ہے

پات ہرے ہیں پھول کھلے ہیں کم کم بادوباراں ہے)

نیرُن ہے چھُوِ تہٕ ژٕلو نیرَ وباغ کُن کرَ وچکراہ، دپاں

سونتھ چھُ آمُت سونتھ!

پنہٕ ژٕتھرَ وچھُ نیجر پرووُمت، پوش چھہٕ پھٔلِتھ آمتی، نیک نیک روٗد

چھُ پیوان تہٕ سوٚت سوٚت ہواڈلان

ہواوس چھُ رنگ پریڈان ییتھٕ پأٹھی زنتہٕ شراپہٕ ژُکی چھہٕ دِوان

شراب وانہٕ منزٕ نیرِ و نیمرِ تہٕ پگوننہٕ وانہٕ

از ہے چھُ چیٖنہٕ والیٖن ہُند دور

عشقہٕ ولہٕ وپرن تہٕ ہاچھُ مرنک وصف سیٹھاہ

مطلب ییٚتھ ہیوٚ مصیبت تُلُن چھُ کارکرن والین ہُند کارنامہٕ

فرہادنہٕ تہٕ مجلوننہٕ موکھہٕ نہ کٔھتی اُسی کوہن تہٕ نہ ژھٔنڈی صحراو

میٖرصاَب! عشقہٕ کس مالس منزٕ چھہٕ اُسی ذی یزٕتھ لوٗکن ہُند سیٹھاہے

پاس خاطر رچھان

(ترجمہٕ: رحمان راہی)



(عہدِ جنوں ہے موسمِ گُل کا اور شگوفہ لایا ہے

ابرِ بہاری وادی سے اُٹھ کر آبادی پر آیا ہے)

واپھ چھُ مژُرک تہٕ موٗسم چھُ بدلے، یژ ہیتھ گولاب ہیتھ آمُت

سونتہٕ اوٗبُر چھُ ونوتہٕ بالو پیٹھٕ وٕتھتھ بستیہِ ہیٚری کِنہٕ پھہلیو مُت

اَسی درویش چھِ وٕری وادن دُنیا دٲری یہِ ہندِس پردس تل

ژھیٚپتھ روٗدی ہتی

امالتس کُس اوبروے روزِ نیٚمی یہِ پردَے تُکتھ نیو مُت چھُ؟

سہٕ کیا اوس اسہِ ژھانٛڈتھ سارِتھ لوٚ بمُت زِپٹُن پان تہٕ راوٕ روو

یُتھ گُل وٚوو تیُتھ پژوو میوٕ

بچارِس میرسٓ ہوِس اجبس کیاہ لگی زِ بُتھِ، تُمی چھُ

جنگلہٕ کِس ہتھ دوٗرگوشس نِش وٲنجہِ ژھوکس پیٹھ اکھ

بِڈکیل ژونگ ہیوٗز ولُمت

(ترجمہٕ: رحمان راہی)

O

{میر صاحب زمانہ نازک ہے
دونوں ہاتھوں سے تھامئے دستار}

میر صأبا! زمانہٕ نازک آو
تھپھ کرٕس ؤسۍنو پۍچ دستار
زندگی سہل، کامہِ باپت مو
پانسہٕ رٕکو ژٕ مو کرٕن دشوار
ژور دوہ بس جکھٕن چھُ یوٚت وأتِھ
رُت کرِو توتہِ یوٚد نہٕ آسی وار
بس یوٚہے عرضِ دِل چھُ بوزُن بس
روزٕ نماز پٔتھ چھُ گتھ درکار

O

انکار ہیو نہٕ میچھر اقرار زانہہ چھُ تھاواں
نہ نہ کران سہٕ یوتاہ تیوٗتاہ چھُ شوق تیزاں

(ترجمہ: شفیع شوق)

O

{عالم عالم عشق وجنوں ہے دُنیا دُنیا تہمت ہے
دریا دریا روتا ہوں میں صحرا صحرا وحشت ہے}

لول تہٕ مژراہ عالم عالم، سوٗرے دُنیا بڈٕ تہمت
اوٗش چھُس ہاراں دریا دریا، سیٖکلی بٔتھ چھُس ہے وحشت

صُبحہٕ پیٹھے از اوٗش چھُنہٕ تھمنے، زَن کانہہ ٹوٹھ چھُ نیرن وول
مارٕ موٗتاہ کانہہ شاید ہاٗرِتھ دِلہٕ نِشہِ از نوان رُخصت

دُنیا کوتاہ مُہوٗن! وچھتو تَس کُن ییٚتہٕ یُس اُخر دژاو
دوکھہٕ ہوٗت، زن چھُس تاوَن پیوٗمُت، آسہٕ سراپا بس حسرت

مُری مُری آب حیاتے ژھاران، خضرِ سکندر اُخر موٗدی
تم ناگے مےٚ میٚو بُرم از، میاٗنی تہٕ وُچھتو کیا ہمت

(ترجمہ: شفیع شوق)

O

{ہستی اپنی حباب کی سی ہے
یہ نمائش سراب کی سی ہے}
یہٕ زندگی بس چھےٚ ژٕہی حبابکو
یہٕ زندگی نتہٕ وِہی حبابکو
چھِ ڈٕتھ زٕ زاُوِلی تُمِس وٕنۍ کیا
وٕتھر زٕ اُوِلی اُدٕری گُلابکو
دوہے گوھان چھس بہ ژٕس برس پیٹھ
دپاں کوڈر یم چھِ اضطرابکو
تِمن اُچھن منز ژٕ وُچھتہٕ میرؔا!
تمام مُتی خواب زن شرابکو

(ترجمہ: شفیع شوق)

O

{قتل کئے پر غصہ کیا ہے لاش مری اُٹھوانے دو
جان سے ہم تو جاتے رہے ہیں، تُم بھی آؤ، جانے دو}

قتل کُرِتھ بلہٕ ژکھ کتھ ہاوکھ، ٹلنہٕ یمن دِ میون یہٕ شَو
ژُو دیُن اوس ہتہٕ دیُت اسہِ پانس، ژٕ تہٕ ہِکھ اسہِ ستی! تلہٕ ساٗتھَو

اسہِ ڈُچھتھے چھکھ نظرٕ ژٕ نُمراں، وَن ساٗ یتہٕ چھا کانہہ مُروّت!
واٗنسہِ جُداٗیِ سٗر واراہ ووٚنی، نظرَ ے نظرن مِلناوَو

اٗزی کہِ چھُ مدٕ ہوٚت سونتھاہ مُہوٚن، اسہِ زنجورِین متہٕ گنڈی تَو
دِلہٕ کٔین ہوس بر ہوراوَو، سوٕ کھلی موٕ کٔلی پاٗ ٹھی اٗسی وِسہٕ ہَو

ساٗری شاٗعر شعر وناں ووٚنی، شعر وَنُن دَپھ مُشکل کاٗم
یتھ منز فِکر تہِ تھزراہ سرِ ہے، یارو تیتھ غزلاہ وٚنی تو

اسہِ کیاہ ۆزنی تن لیس یہ وُنن چھ، اَسی بیٚھمَولوٚب ژھوٚپی دوٚپی پاٗٹھی
زانُن اوس دِلس تہِ زوٗنن، ناصح ہس متۂ کیٚنہہ ونی تَو

میٖرو! وُنہِ چھکھ جسہِ ویٖشر یوٗمُت، تِہندِس کوچس گُن موگوٚھ
یوٚ تاں دِل ژٕ ےدری بیٚیہِ ژیٚڈ کر، ییٚتی نےٚ توٚ تاں تشریف تھوَ

(ترجمہ: شفیع شوق)

# اردو شاعری

جلد :اکھ

(اُردو کلاسیکل شاعریہِ ہُندا اکھ انتخاب)

---

ترتیب وتزئین

خلیل مامون، شفیع شوق




Regd. No. BLN-4-00230-2004-05

آل انڈیا اُردو منچ

2006ء